کُنی راتھ آراتھ    صُبح وشام سُے زٕ وُنم
اِدِ سُے دیٚو موٗنُم    خود رنگ رامہٕ رامے

بۆلہِ وُن سُے چھُ سأمے    پنٚنُے چھُم خامے
خأمی ژلہِ گرٛ ھِ زأنی    بجھن نام رامہٕ رامے

گو یارِ سُنٛد سنٛگ وٚوُنُم    دیٚو اِدِ کل گنیم
کیٚنٛہہ پانہٕ نِش گرٛھِتھ موٗنُم    دَم بدم رامہٕ رامے

میٚأنی کتھ کرسہ مانم    ییٚلہِ ہِوِس ہیٚؤ سہ زانم
اِدِ پتہٕ سِر سہ باوم    دَم بدم رامہٕ رامے

چھُم منٛشن نِش تہٕ اۄمے    دیٚو اسرن نِش تہٕ اۄمے
نبرٕ مےٚ رٹھ گوٚنے    بجھن نام رامہٕ رامے

کرمہٕ یۆگ خام زانے    رازِ یۆگ بۆ ڈٕژ زانے
زأنی زأن کیٚاہ زوٗنُم    تِی مان رامہٕ رامے

ہنہِ ہنہِ سُے چھُے رام    کأتسہِ نو ونےٚ آم
یام ونہِ آم، گٔیہِ زانے    موٗنمے رامہٕ رامے

شرٔ ؤڑ وتھ آ تمچی
ژھیٹھ وتھ بدٔنچی
یوٚچھِس ءستی میلہِ یوٚ چھی
ہِوس ہیٛو رامہٕ رامے

چنتا مَن چھِم وَنن
یژرے چھےَ اتھ فرق
سورگس نرکس
ہِشُرٔ کتہِ رامہٕ رامے

حوالہٕ باشد دس
یاراں کاہہ است
دوہٕ شُر تانٛی چھِ وَنن
معنے کیٛاہ رامہٕ رامے

معنے گَو ڈٔہہ یٹھدرے
ہِکٔہم گَو منٛے
ڈٔہہ یاراں کاہہ است
حوالہٕ چھِی رامہٕ رامے

رتھ ہا وٹھدے
بو پان وٹھدے
زأنٛی تھےٕ دَے پوٚ زُرے
سمسار رامہٕ رامے

سُے چھُم پانے آم
تحقیق کرتہٕ نام
ییٚلہِ زأنٛی ہُند گنڈٕ جامے
دہٕو مانہِ رامہٕ رامے

گُل پھٔلی رنگہٕ رنگے
مُشُک گَو بے رنگے
رؤد عشق مُشکہٕ
یہےَ رنگ رامہٕ رامے

زونہٕ مےٚ کیٛاہ میٚۓ زونُم — پُٹُن پان پانہٕ وبٕڑورُم
وبٕڑاٗ اٗرِتھ کیٛاہ میٚہ ژورُم — اوس سُے رامہٕ رامے

میٚہ چھُم تہٕ چھما — پژ بہٕ جی وَر دیا
گفُت بیٛاٗیی بیش بہا — دَم بدم رامہٕ رامے

آژاٗری گور گویا — وبٕژارِ ے مُشکہٕ گو سورُن
ناٗوِ زِ خرز ہن — بجھن نام رامہٕ رامے
لیکھنَس لۆگ ناوَے — یۆرِ گو اورِ آوَے
پیٚتہِ ژیٚۓ لۆگ ناوِ ے — گورِ ژاٹھ رامہٕ رامے

یوٗ وُن ڈوپ ہَس گورِ ے — گرٹھِ وُن ژِکھ ژاٹھے
گنی ذاتھ دوہہ تہٕ راتھے — بجھن نام رامہٕ رامے

سُہ یارِ ے کُمٕ زونُے — تیٚمی زونُے تُمی مونِ ے
دَیہِ لون ناو زونُے — پھیرِ گُس رامہٕ رامے

وۆن میٚۓ ژٕ ے تہِ تَس — رۆدنہٕ پۆشید کیٛاہ بہٕ کھٹس
اتھ ژۆر پھیرِ چھے مٔتَس — بجھن نام رامہٕ رامے

رم یا رام
رۄ دُم منہِ کاپے
میے پانے یۆ ری آمےَ
دَم بدم رامہٕ رامے

ہستی کوس تۆ اُوٕم
گژھِ نیستی کِنۍ سہ موٗنُم
آنٛند اَدٕ پۆ اُوٕم
اوٕ پتہٕ رامہٕ رامے

یُس پانہٕ نِش پان روٗوُم
تیٚلہِ پتہٕ اَدٕ موٗنُم
سورُے سۆم زونُم
دم بدم رامہٕ رامے

پاکھ تَن کُس آتم
مُرِتھ زِنٛدٕ اَدٕ موٗنُم
گون نوتَس یہِ زونُم
دم بدم رامہٕ رامے

پانےَ دَے سہ میٚہ گورُم
گُرٕم وبنتھا دیوٗ سہ یارٕم
جمنا پار تارٕم
بجھن نام رامہٕ رامے

ناٲوٕم تَن میٚہ کیٛاہ ناٲوٕم
نہَ لۆبم کینٛہہ نہَ زِ روٗوُم
مَن ناو زانٛہہ تہِ سوٗوُم
بجھن نام رامہٕ رامے

بوٗوُم کانٛسہِ کیٛاہ میٚہ بوٗوُم
موٗنُمے تہٕ کیٛاہ موٗنُم
ہوٗوُم کانٛسہِ کیٛاہ میٚہ ہوٗوُم
یُس اوس سُے رامہٕ رامے

شِوس ءستی ترٚشوٗل
دَر دَست چھُم ہیتھے
خلق چھِم ڈرکھیون
کرٚوٗدِ موکھ رامہٕ رامے

عام خام کیٛاہ یہِ زانَن
ترٚشوٗل کتھ چھِ ونَن
ترٚشوٗل گو ترٚگونٕے
وٚہمہٕ سٕے رامہٕ رامے

زأنی ءستی وہمہٕ ژلِم
ترٚشوٗل پھُٹ ہیتھ ترٚگون
نِشچے گو اگون
سأری گون رامہٕ رامے

نِشچے چھُ اگون
زأنی زان سُہ تہٕ اگون
از پا زانِ اگون
سأری گون رامہٕ رامے

کوٚرنا زَن تہٕ کوٚرُن
نہٕ کوٚرنٕے زَن تہٕ کوٚرُن
گورِ ے چھُم پانہٕ ہرُن
بجھن نام رامہٕ رامے

وتھ گرٕھ دَیہِ گرٕھے
پیٚتہِ گرٕھ گورُن
پتہٕ چھُے تی ژٔرے سہُن
چھُم مُبالگاہ رامہٕ رامے

نِشچے ژلِہ وہم
اَدِ سورُے زانہِ برٚہم
برٚہے ہم برٚہم
دم بدم رامہٕ رامے

چھے سُتم زان تہٕ پۆزٕ ے  الکبتہٕ زون مےٚ پۆ زُ ے
تیمی زون سُے چھُ سُتم  سرٕ کر تہٕ رامہٕ رامے

سوے چھےٚ تفاوتھ  شریعت طریقت
است تہٕ ست چھےٚ وتھے  بیۆن بیۆن رامہٕ رامے

گو شریعت سمسارٕ ے  امیُگ ِکردار تہٕ اسارٕ ے
راہ طریقت سارسُتم  وۆن مےٕ رامہٕ رامے

وجوٗد ناوزَن تہٕ موٗجوٗد  یانے خود بہ خوٕد ے
بے خود یا خوٕد ے  ژیتن رامہٕ رامے

عقلہٕ کامِلس نہٕ تیٖم زوال  رٕڈٕ تھے آسہٕ حواس
چھس داسہٕ بھاو پانٕے چھُ خاص  بجھن نام رامہٕ رامے

ییٚتہٕ نہٕ کرِ کُس دعویٰ  چھے پاُنٕ پانے کُس چھُ داسا
زہو داس مان سُے خاصا  بجھن نام رامہٕ رامے

دھن تہٕ دیار، تَن ؤہم  اَمہِ گرٕ ژھِتھ زان برٕ ہم
زاُنتھ ژلہِ ؤہم  بجھن نام رامہٕ رامے

ہاژہ ناحق پاوحق | کُمۍ گُرگُس چھُ وَنَن
حق بہ حق پاڼے بَنَن | بجھن نام رامہٕ رامے

ہردم ذاتھ چھُ پانے | حرکتھ مانے ہٕرے
ہر جایہٕ ہر وقتےَ | باسِنے رامہٕ رامے

حرکت مانے ہٕرے | کتھِ کتھِ کتھ یہٕ خودا
سدا ہو پانے خود آو | آشکار رامہٕ رامے

آپےٕ ناگہٕ اندر | آپےٕ دڑاو نبرَ
اَندِ وَندِ گیہٕ خبر | سُے اُوس رامہٕ رامے

سُہ انۆ بھولبہٕ لبی | یَس یُتھ بھاو سُہ تیُتھ لبی
چھُم ازلُک ناو لبی | بجھن نام رامہٕ رامے

آیَس خود آیَس | وحدت مانے بوزُن
بوزُن گُنیٔ روزُن | بجھن نام رامہٕ رامے

'تت توم اَسہِ' | یانے آو منَم
نہَ ژِتہٕ نہَ بےٕ | خود بہ خود رامہٕ رامے

وُچھتہٕ بیٚون بیٚون یمہ متھ پأٹھر اوٗنٹہٕ بار چھے شاسترٕ
گُنٕے چھے رٹھ تہٕ منترٕ بجھن نام رامہٕ رامے

خلاص گو عأنہِ خلاص تتھ ناو گرٛتھِ وولاس
یُتھ سنگ تیُتھ چھُ باسن بجھن نام رامہٕ رامے

گرِ گرِ چأنیٚ چھِ کل تتھ تہِ چھا کیٛنٛہہ حل
چھے امیُک حل نرمل بجھن نام رامہٕ رامے

کرن اورے رعایت سدا چھُم میٚیہ سُہ یاد
یہے چھے میٲنی بیاتھ بجھن نام رامہٕ رامے

یُتھ چھُکھ تیُتھ چھُکھ پانَس پنہٕ نی وَتھ ژٕ لبکھ
زانکھ اَدِ کیٛاہ گیہِ کرٕ ے ست سنگ رامہٕ رامے

ژٕہس چھُم کلام ژٕ بڈ بڈ کیٛا زِ کرکھ
کمیٚ کر پانے کوٚرُتھ کتھِ کتھ رامہٕ رامے

یورِ گُس ہیکہِ ژٕ نے دُپتھ رٕو برو گُس چھے
کتھ گرِتھ آسہِ ہے رأہی ناحقہٕ رامہٕ رامے

نظر، ناضِر، منظوُر ے — ترِ یَن وِ ے گو دِ پھ
چھُ آتمہِ دِ پ پرِ کاش — بجھن نام رامہِ رامے

اسنگےِ گو گاشی — سنگےِ گو شبدِ
دونوے سوتا سیّد ھ — بجھن نام رامہِ رامے

شُکھ سوُر جانہِ وَرے — شکار نا پانہِ کرن
بیِنہِ چھِس آپہِ رَن — گھیوُنُے رامہِ رامے

وُچھُم دیِانہِ رُس دیِانہِ گاش — سُمر نہِ ژوس شبدِ سُمرن
اکہِ وُ ہہ ساس شےٚ ہتھ (21600) — دوہ تہِ راتھ رامہِ رامے

چھُم دَیہِ دھن موُجوُدُ ے — پیِتہِ پیہِ وتہِ یِی
اَوے سیوُ د سادِ متھ — پاپ پونہِ رامہِ رامے

برٛ ہما ہن وید ژ وپُن — نچوٚ بن ترٛ بن گُنےٚ
دیوتا ہَن، منُشےِ — جنہِ نے رامہِ رامے

ذُ ہہ پدَس زان مانے — اَسہِ تہِ بوز مطلب
بوزِ وُن تہِ ونہِ وُنے — سُے سُے رامہِ رامے

نہَ ژتہٕ نہَ بےٕ
نہَ عالم بڑ ہمے
خود بہ خود بڑ ہمے
لتس کُن رامہٕ رامے

در ویرانہٕ نشست
خود بہ خود کرتہٕ کتھےٕ
یہے چھےَ پزٕ وتھےٕ
بجھن نام رامہٕ رامے

یِی مانے خودایَس
تی مانے گو آیَس
ژہتأ لی گُر رایِس
بجھن نام رامہٕ رامے

کتہِ یار چھُم روٗ زِتھ
سُہ تہٕ ییٚتہِ بہٕ تہِ ییٚتی
چھافرزانہٕ رِکنہٕ مستانہٕ
بجھن نام رامہٕ رامے

یار رَکتھو دَپ تہٕ کیٛوٗ ہیٛوٗ
نقلہِ رُح ہیوٗ ے
چھُم سوتا سیٚدھ سُے سُیی
سأکھی رامہٕ رامے

رُمہٕ ریٚش گو وٗنتھ
دِپھ چھُم پوٗرن
سِوآے دِپھ کیٛنہہ چھُنا
بجھن نام رامہٕ رامے

آدویت چھِس وَنن
نأضِر دِپھ وَن تہٕ گُس چھےٕ
نأضِر دِپھ دِپ آسَن
بجھن نام رامہٕ رامے

ییلہِ گڑھ تلہِ وڑایہِ پھوٚہے اَدِ ناو یچھ تہِ روزن
اَدِ پاپھ پوٗنی گَس چھُ روزُن بجُھن نام رامہٕ رامے

لالوآلوے سُے دِیہِ پانئے
ہر مال دِی بارو بجھن نام رامہٕ رامے

رٹھ یی چھُ یی بیٚتہِ روے
روے آو روے گو بجھن نام رامہٕ رامے

بجھن مانے کیٛاہ سَنا گو دُیی نِشہِ گرشھنئے
خبر حق نہٕ بنٛد نہٕ آنٛند بجھن نام رامہٕ رامے

وڑتی زِ چھِ بیٛائے یاپوٗنی نتہِ پاپھے
ست است چھُ گمیُل ہچہِ تس رامہٕ رامے

درم ادرِ ہے تِہنٛدُ ے چھُم سأمی
سورگ اکھ بیٛیہِ نرک رُت کر رامہٕ رامے

دَمہٕ کسرے وارٕ بوزکھ کسرٕ ے گیٛہِ ترٛگون
کسرتڑ او دَم یہِ ذاتھ آتما رامہٕ رامے

ڈوپ دیوتاو دیہہ دَمن
میٚہ تہٕ ڈُن یہے
یانے ضبط تہٕ حواس
بجھن نام رامہٕ رامے

ڈوپ منشو دیہہِ درٛم
تی تی میٚہ تہٕ ڈونم
لاٗ زِم منظوٗر سپر سورُم
بجھن نام رامہٕ رامے

جِنو بوٗزئہہ ویٚدیا
میٚہ تہٕ ڈون جان بوزِنے
سوے گرٛ ڈھِ آسہٕ آسٕنۍ
بجھن نام رامہٕ رامے

دیوتاہو جِنو پرٛژھاو
بڑہما سٕنز کوس وتھے
جایہٕ خود برٛہماس
خلاصی رامہٕ رامے

پُنٛن پان گرٛڈھِ وُچھُن
وُچھ دیوٗ آتما
پنہٕ نُے پان گرٛڈھِ زانُن
جِنو بدن رامہٕ رامے

بوٗد ڈ وپٕکھ حق
ستم برٛہم چھُکھ مہتا
نموٗد ڈ وپٕکھ خلق
بوزتم رامہٕ رامے

پتہٕ چھس گرٛٹس تل چھے پھوٚسے
کامہٕ کِتھِ بار کری
شرٛطیہٕ کُن نہ گرٛڈھن
حاضری رامہٕ رامے

سنت گیہِ ہِری یہِ سۆرۆپ پرٛیرٛ رکتھِ ژأنگی گاشے
توٚے عقلہِ ژونگ گوکھ بارٕ ے بجھن نام رامہٕ رامے

وبکنٹھ بھوِ نے پنہٕ نٔے سو پرٛ کاش
ہِری یہِ باہ تتہٕ چھُم بجھن نام رامہٕ رامے

نیم ماتراتہِ گیہِ شبد اُوما گون اتپت
دژاو اومسے نِش سورٗ ے سمسار رامہٕ رامے

دژایہِ تتے زگ لس نِشے پیٚہٕ توٚری لین گژھُن
اَتہِ بون زیوٚن تہٕ مرُن ڈوپہَس رامہٕ رامے

پانسے نِش اپشرن کوٚرُن سمسار پانے نموٗد
گُلش وأہرُن تہٕ پیٚہٕ ووٹُن بجھن نام رامہٕ رامے

موٗد کیاہ موٗد تژے گون اہنکار تہٕ وِکارٕ ے
روٗدموٗجوٗد ذاتھ یارٕ ے بجھن نام رامہٕ رامے

حُباب کھوٚت تہٕ ڈوتھ دریا چھُم موٗجوٗد
تتھے پأٹھی زان تہٕ وجوٗد تماشا رامہٕ رامے

کٔشرِ ناگ گو تٕژ اوٗن
اَدِ سٕہ تہٕ سُے گو رٹُن
دَم ناو زان رٹُن
ؤُنن رامہٕ رامے

بڑھمے پرم بڑہم
ہمَس پرمہٕ ہمس
ذاتھ اوم ہم دَم
کٔشرِ ناگ رامہٕ رامے

پڑنو گو عأنہٕ سبے گون
تیز بپنڈ اوپنی کھیتھ (اوپنشیدھ)
اوم گو خود بہ خودٕ ے
لیکھن چھُم رامہٕ رامے

حضرت آدمے
دَم اوم شِو شکھتی
دَمے درگاہی
بجھن نام رامہٕ رامے

کھئیترٕ أگن پرِوارے
گو سہز رٗوپ پگُن رٗوپے
نجہٕ رٗوپ نمسکارے
خود بہ خود رامہٕ رامے

عقِل گیہ رٕنٛز
خلقچ بول باشی
اَنہٕ گٹہٕ ژأنگی گاشی
گیانٕبے رامہٕ رامے

سَتِ نشہٕ عقِل دوٗرِ ے
ژأنٛکِس تہٕ ہِری یسے
حِساب کُس چھُے عقلے
ہشر کتہٕ رامہٕ رامے

میلتھ آہنس رؤ دأ ءگن
وارِ وُچھ ڑ تار جُدا

گو شیشتر تانی نارے
امی پأ ٹھی رامہ رامے

دیکھے سہ چھُ بؤ تھے
نتہ ہیچھ برتری

البتہ سُہ چھُ پؤ تھے
سُے ءچھُم رامہ رامے

نفرژ کر برطرف
توت تانی ناو چھُ آنند

اَدِ ژ ے لبکھ آنند
فیض ناو رامہ رامے

زپوس زأبطِ غذا
کھینہ رؤ ستے کونہ لسن

نتہ کتہ ٹھہر شرپر
بجھن نام رامہ رامے

بؤ زِ تھے چھینہ زانُن
نفرژ مؤ دنفرژ روزن

انتر اتھ چھُ مانے
مؤجوٗدِ ے رامہ رامے

نفرژ گو تی مارُن
اَدِ ناوتھ چھُ دعوا

رجؤ گون تہ تمؤ گون
کھینیے رامہ رامے

اوم گوٗل اوم رؤ دُم
اوم کسیف تژ اولطیف رؤدِ ہم

ہمس گوٗل ہمس رؤ دُم
بھجن نام رامہ رامے

آکھا دِ نامہ



دِپھ گاش گو آتم
ٹمبر پیٹھ پڑمہٕ آتم

وُچھ ٹمبرے زیو آتم
گُنےٚ سےٚ رامہٕ رامے

تیت ترُیا ناو چھُ آتم
گون تہٕ کل پرمہٕ آتم

دڑاو پڑ گرژ گون زیو آتم
گُنےٚ سےٚ رامہٕ رامے

نرمل آب زان تہٕ آتم
گہُل بیوٚٹھ پڑمہٕ آتم

وُچھ گوٚری کھیوٚل زیو آتم
گُنےٚ نام رامہٕ رامے

وو پدیش اوم آتم
ملین واسنا پیٹھ پرمہٕ آتم

دڑاو سنکلپ زیو آتم
یوہےَ اوم رامہٕ رامے

دٔہہ یندرے کاہم مَن
آتمہٕ گاش سودُر محیط

اِکادش لوٚ درے (شنکر)
اَمی پاٹھی رامہٕ رامے

ییتہٕ یی سےٚ چھُ محیط
پیتہٕ وتھ سوٚ ہم جُدا

اگون سوہمس چھےٚ مُحیط
سرِ کرتہٕ رامہٕ رامے

ییتہٕ یُس سےٚ چھُ میلتھ
چھکھے ترٚیش آب جُدا

کُلِس یتھ آب میلتھ
ژھارُن رامہٕ رامے

شاسٹر دۆپ وأنی　　کٔنن تھو پانے لیکھتھ
کرتہٕ ژ ووٚنی وبٔژارِ ے　　گو کیٛاہ رامہٕ رامے

کۆ رُم آتمہٕ نِٔرنے　　پانے پأنی پانس
گو شاسٹر سہ تہِ بےٚ زانس　　بھجن نام رامہٕ رامے

شبدٕ شاسٹرے　　زن تہٕ سُے چھُم ہرے
دوگیت (خدا) اُف پڑ یے (شبد) بجھن نام رامہٕ رامے

آتم تے شرِیر　　بوز کیٛانےٚ تہٕ اکیٛان
آسمان زمین آسن　　تفاوتھ رامہٕ رامے

لیٚکھن نشچے تژیہٕ پڑکار　　انۆبھو نتہٕ گورے
نتہٕ ستی شاسٹرے　　پڑھ کر رامہٕ رامے

وأنی دۆپ شاسٹرے　　گو شاسٹر سوے وأنی
یُس زانہِ سُے مانے　　بجھن نام رامہٕ رامے

گو شبدٕ شاسترے　　شاستر گو شبدٕ یے
آکاش رۆپ چھُے　　روٚپہٕ ناو رامہٕ رامے

شبد گوؔل شبد رؤ دُم   اکھ گوؔل اکٔے رؤ دُم
پیۆتہٕ کرٛشن گو کرٛشنٕے رؤ دُم   بجھن نام رامہٕ رامے

چھٕے لِنگ خوداے   دٕہوتا ہٕس کتہٕ چھِ ژھاے
تتہٕ رؤ دشکھ تا اہٕس   ژھایہٕ ہُنٛد رامہٕ رامے

شِو ناوٕسے چھٕنہٕ ژھایی   لِنگس چھُم ٕستی ٕستی
دیکھے ژھایہٕ رؤ ستے   زان شبدٕ رامہٕ رامے

شاہی شِو ناو شِوٕے   شِو لِنگ چھِس دپن
چھاپمہٕ لِنگ کِنہٕ ترٛیہٕ لِنگ   بجھن نام رامہٕ رامے

لِنگ گو خوداٗیی   صداے رؤپ سٕے آوٕے
اتھ کرٛ پوٗزاٗیی   گو شِو لِنگ رامہٕ رامے

شبدٕ برٛہم چھُم وٕنن   شرٛیر جڈ شاستر جڈ
بہ ڈچھ زان یم گویا   گو ژیتن رامہٕ رامے

چھٕے شاستر ژیتن   پانہٕ کونہٕ چھُم منیہ بولن
ییلہِ بے ونہٕ زن تتہٕ سٕے   ونہٕ بے رامہٕ رامے

أ گنہِ نِش دژا و أ ءگن
پپنایِ دژا یہِ نِشہِ پپناس

گویأیِ دژا یہِ نِشہِ گویاس
بجھن نام رامہِ رامے

نِشہِ بؤ زُن دژا و بوزؤ نس
یارِ رنگ چھُم مُشکُ

عشق آو نِشہِ عشقس
بجھن نام رامہِ رامے

سُہ تہِ سُے چھُم بارِنی
اکہِ بژنزِ چھُم زأءمتی

کُس جؤرِتھ کُس چھُ کُنےُ
اِکہِ وٹہِ رامہِ رامے

کھسہِ وُن گو اللہ
ہِوُے بونہِ گو سُے

وسہِ وُن گو ہُوئی
بجھن نام رامہِ رامے

منہِ کُے زہو چھُ پژانہِ
پمن پانہِ واُنی میلہِ ونہِ

پژانہِ کُے زہو چھُ من
بجھن نام رامہِ رامے

کُنےُ ژیتن سُہ پژکاش
پژم آتم پژم شِوے

وِگیان بژ ہے
بجھن نام رامہِ رامے

بژ ہمہِ دژا و ناد شبدِ
آو پژمہِ شِو ناو شِوے

آو وِگیان ناو گیان
ژیتن ژبتھ رامہِ رامے

بدٕنے باٲنہٕ پھوٚٹے
رٛوٗد ہوا تیژ آکاش

نہٕ ہوا نہٕ تیژ نہٕ زِ آکاش
موٚجوٗد زان رامہٕ رامے

خودأیی گوٗ خود رنٛگ
توٚے ناوکیٛنٛہہ تہِ رنٛگےٕ

لس کُس دِیہٕ رنٛگے
بے رنٛگ رامہٕ رامے

توم پدٕتت پدٕے
ییٛلہِ ست گوٗرٕ اُف میٛلے

آسہِ پدٕس یہِ کلےٕ
زان میٛل رامہٕ رامے

ناوِ رٛوٗستے ناوچھُ ناوِ ے
تتھُے پُزٕ رٛوس ییتہِ نہٕ پوٚزٕ ے

سیر رٛوس ناوچھُ سیرٕ ے
بجھن نام رامہٕ رامے

گاشہِ رٛوس ناوچھُ گاشےٕ
بنٛٹھِ رٛوس ناوچھُ ناوِ ے

ناوِ رٛوس ناوچھُ بنٛٹھِ ے
بجھن نام رامہٕ رامے

ژھوپہِ رٛوس ناوچھِ کتھےٕ
رٹھ سُے پےَ اکےٕ

کتھِ رٛوس ناوچھُ ژھوپےٕ
بجھن نام رامہٕ رامے

پژانہٕ رٛوس ناوچھُ پژانےٕ
زانٛنی رٛوس ناوچھِ زانےٕ

مرِ رٛوس ناوچھُ موٚرِ ے
بجھن نام رامہٕ رامے

سُے چھے پانہٕ کُنُے          تفاوتھ کیاہ زِ تھووکھ
ڈو ہُکھے سُے چھُ پوٗرن          بجھن نام رامہٕ رامے

اپوٚز کتہٕ آسہِ آسن          پوٗرن سُے چھُ محیط
بۆزتہٕ ووٚنی دژشٹانتھے          امہِ پچی رامہٕ رامے

گُل وُچھتہٕ چھُے مُحیط          ہر بوٚنہٕ چھُے مُحیط
موٚ، سر، شاخ گوشہُل          موٗل بیٛون رامہٕ رامے

دود مُندِتھ نیرِ تھُنٔی          گبو لوباب وُچھتہٕ مُشک
مُنٛدنہِ ژوسُت کتہِ نیرِیَس          مجال چھا رامہٕ رامے

منُش چھُ گُل توتہِ گُلے          مأری فتھ چھُم بُرتھ
گو مأری فتھ زان شیرین          موٚ سُے رامہٕ رامے

گورٕ آم اُف اوتار          کوٚرنم وو پدیشے
گالُن اگیان بھوون گیان          موٚختہٕ سُے رامہٕ رامے

رِکتھ پأٹھی آو اوتار          چھُس نہٕ بہٕ وارٕ بوٚزن
بوٚزنہٕ ژوس چھُس بہٕ روزُن          بجھن نام رامہٕ رامے

ترُ یا تیپت پڑ کاش یانے سُہ پڑ کاش
ترُ یا عأنہِ پڑ کاش بجھن نام رامہٕ رامے

ترُ یا تیپت خبرے زن تہٕ نہٕ کینٛہہ خبرے
ترُ یا عأنہِ خبر بجھن نام رامہٕ رامے

ترُ یا تیپت بۄ زنے زَن نہٕ کینٛہہ بۄ زنے
ترُ یا عأنہِ بۄ زَن بجھن نام رامہٕ رامے

ترُ یا تیپت بۄرش پڑان ترُ یا پڑان عانہِ زان
یی چھِی حِسابس تھٲوِتھ پڑان بجھن نام رامہٕ رامے

ترُ یا تیپت چھنہٕ ساکھی کتھ ستی وِزِ ہشر
وتھ تہٕ آنند تتہِ تی دپن بجھن نام رامہٕ رامے

گو زنہٕ پد کالہٕ وزشٹی پزمہٕ پد دیہٕ وزشٹی
اقسام ؤچھ تہٕ سرشٹی بجھن نام رامہٕ رامے

گوسکل زنہٕ پدٕ ے نِشکلہٕ پزمہٕ پدٕ ے
دونٕوے ناوچھِ پدٕ ے تفاوتھ رامہٕ رامے

سمسار گو اَسارِ ے　　سارِ ے سم سارِ ے
سنہٕ موکھ وُچھ تہٕ سُہ یارِ ے　　پرٛزٕنن رامہٕ رامے

ساکھی گو نبتھ انبتھ　　ویدانت سے سُہ یی
ژلہِ انوٗ بھوٕ ستی دُوِیی　　بجھن نام رامہٕ رامے

ویٚدا مَن چھُم میٚہ وَنَن　　اوٚت تاذٕ گیہٕ وتھے
زان تتھ ستی یتھے　　بجھن نام رامہٕ رامے

رازٕ یوٗگ چھُم وَنَن　　شبدٕ پزٕ پاٹھی گوم کنَن
اورٕ یور نِشہٕ مَن ان　　بجھن نام رامہٕ رامے

یُس مزٕ لبہٕ سُے زانہم　　تمٕ کُے پوٚزٕ صادِیی
اورٕ یور سمِوادی　　بُسی تھے رامہٕ رامے

خاہش تژاو گو آتما　　خاہش روٗدزیو آتما
تژیم جڈ بھوٗت آتما　　بجھن نام رامہٕ رامے

دب لوٚگ تہٕ فیرن پھٹو　　کُنہِ ناو سُے وٹو
اوس کیٛاہ پہٕ میٚہ وٹو　　نہ آسہٕ نُے رامہٕ رامے

شبدٕ اُف مَن تہٕ اُف
توَے وو پدیش گو اُفئے

پڑان اُف زان تہٕ اُفئے
ترٛنہٕ وَے رامہٕ رامے

دوِیہِ رنگہٕ ہاو تہٕ موکھے
اوس اورٕ ییوٗر گئے

اکھ شِو بیٖہٕ شکھتی
شُنۍ روٗپ رامہٕ رامے

چھِ نظرِ کنۍ مسجد وحمام
شُنۍ روٗپ روٗد سُے رام

اتہِ گرٛھن دِتھ پوٗز تہِ عام
بجھن نام رامہٕ رامے

بہٕ مرنو ہرٕ چھُ ناو
پوٗرن سُے چھے ناوِ ے

نہَ آوٗ ے کرسہٕ زاوٗ ے
بجھن نام رامہٕ رامے

سمسار زِہوٗٹھ روٗگے
پانہٕ ہے پانہٕ سوچار

اتھ دوا چھے وبڑارِ ے
یارسُے رامہٕ رامے

مطلب مطلب
لبہٕ لبہٕ پانہ سہٕ رب

بے مطلب میٖہ طلب
بجھن نام رامہٕ رامے

گیٖا ٹک جامہٕ کُس چھُ گنڈِتھ
دپن واتہِ نہٕ کُس یہِ پنڈِت

یار اٲند گن وتھ کڈِتھ
ستھِ رامہٕ رامے

اور آو شاہ سٕے
خامٕس ئلہٕ چھہِ ڈُویِی
یورٕ گو سُٕے سٕے
بجھن نام رامہٕ رامے

طالبس منگہِ منگے
منُش کار دوٚیہِ رنگے
وُچھ تہٕ ذاتھ اوم بڑہم
تُرُک چھُم رامہٕ رامے

وٕہمہٕ ستی ہرسہٕ حالتھ
وہمہٕ ژول ہرِسہٕ حالتھ
بیوٚن بیوٚن چھم جُدا
اکھ ذاتھ رامہٕ رامے

گوٚرو گووِند
اوم گوٚرٕ ببٹد گوِند
دوٚنوٚے ٹھاڈا روزن
بجھن نام رامہٕ رامے

دَمہٕ دَمہٕ ہاو احسان
کر درٛم پوٚزٕ آتمہٕ زان
فرح تژ او ذات یہِ جان
بجھن نام رامہٕ رامے

وُچھ تہٕ تماشا دورٕ ے فلک
گُنٕ زان ادے بلکھ
اُفُ اُف وٚتھے مُلک
ڈُوِیِی روٚگہٕ رامہٕ رامے

دوٚنوٚے ٹھاڈ تھاوِتھ
خود بہ خود کتھ چھہٕ سوے
گو پیدا ڈُوِیِی
ڈُوِیِی کوس رامہٕ رامے

آیا وا کاٹسہِ وَنے
لیکھنس کیٹھہ نہَ وَنے

منشو چھے ژےٚ ناو
سِرا چھم بوٚڈیہِ گون

نہَ خوش نہَ زِ خبر
سنتنےٚ ڈوپکھ اتیت

ژٲوتن روٗ دگیان
گیانُک موٗل گو وِگیان

نمسکار منِ یِ نمسکار
یانے آو منم

یوٗرکُس آو کمہِ سوٗ زُے
دَیے سوٗ زُے دَیے آوُے

سِرے اوس اندر
یہے چھےٚ پزیٚ خبر

اَدِ وَنے پوٚ زُے وَنے
فائِدِ کیاہ رامہِ رامے

منشو چھِی ژیےٚ دپن
للہِ وُن رامہِ رامے

ساکھی چھے ژٕیا تیت
بجھن نام رامہِ رامے

توٗبہِ خیر مابہِ سلام
دَم بدم رامہِ رامے

مان یِ مان
کھبنہِ کھبنہِ رامہِ رامے

کُس سنا چھُم کتھہِ کرن
بجھن نام رامہِ رامے

سِرے دژ اونبرَ
پَژھ کرتہِ رامہِ رامے

سۄرے گیہِ بَکھتی کرِنۍ
گوڈُ یندس یُس زانہِ
نتہٕ بَکھتی کیٛاہ بۄزتہٕ مانے
کھیوٚن چوٚن رامہٕ رامے

پاٹھ سنٛدھیا شرٛان
وشہِ دیپو شریعت
ستھ گیٛان طریقت
وتھ چھم رامہٕ رامے

گو شریعت کرمہٕ بنٛدے
طریقت روزِ انٛدے
سہز پکھ انٛدٕ ونٛدٕ ے
ستہٕ رۄپہٕ رامہٕ رامے

گوڑ شرٛدھا اَدٕ شانٛتے
چھُم گورس ناو آدِ ناتھے
لس انٛت ناو بے انٛتے
دپن چھِس رامہٕ رامے

عٔلمِس اہنکارے
لکٔھمی انٛد کارے
امہِ گرٛہستھ یار چھُ تارے
بجھن نام رامہٕ رامے

یِژھ پَرن ژھُن تہٕ ترٛاۄتھ
اپچھُرے رٕئڈ زہم
اکھ ست سنٛگ بو چھِ ہتس
دیُن کھیر رامہٕ رامہٕ

دیٛا بِنا سیٛدھ گیٛانے
ؤنتھے گو کِبُر
نتہٕ موختہٕ دورلب
بجھن نام رامہٕ رامے

کرنے کرُونے
نِشچے بۄز وٲنی
ست سنگ ناو بیوٚنے
وٲنی موکھ رامہٕ رامے

مُلکھاہ اکھ ڈوٗنم
اکھ کتھ نہٕ بیٚیِس خبر
نوٚ وصوٗبہٕ تتھ ونَن
کاٗم یِژھ رامہٕ رامے

گو ست سنگ اسپہٕ عراق
دیٖدار تتھ چھُ خوراک
اَز تَن بیٚیہٕ ویراگ
بجھن نام رامہٕ رامے

عشق است یِی دوٗستی
اِد روٗزِ عانہِ دوٗستی
تژٕ ٲوِتھ پزٕ پوستی
بجھن نام رامہٕ رامے

آو عشق گَو دوٗستی
عشق است مُشکُلے
دوٗستی گَو عشق
رنٛگ کُس رامہٕ رامے

گیانٕے چھُم غذا
نہَ چھُ سیوٚن نہَ چھُ نوٗے
امرٕ بتھ کھیوٚن چھُے
عٔشقے نِدا رامہٕ رامے

چاٗنی چھُمے مِنت
نبرٕ نےَ گرژھ تہٕ بۄزِتھ
ٲلی کہِ ژٕ بیٚیتہٕ روٗزِتھ
پرٕ سے رامہٕ رامے

درُست است مُناسِب
چھُنہٕ یوٗ گے
مٔنزٕ مے گرٛشھ کران
یوٗ گے رامہٕ رامے

انوٗ بھَو لگہِ نہٕ پرُن
پیتہِ گوتبرآہی
ششترٕ ے نار تہِ گرٛھسم
آخر خصلتھ رامہٕ رامے

ہِنا گور میلہِ نہٕ گیانٕے
ہِنا تف ہِنہِ نہٕ راجے
ہِنا پیز بنہِ زگے
وو پدے رامہٕ رامے

ہِنا سنگ زان نہٕ گُنٕ
ہِنا گور بنہِ نہٕ وتھے
ہِنا ست زان نہٕ ستھے
بجھن نام رامہٕ رامے

ہِنٕا گاش زان نہٕ گاشے
ازٕ لے اوٗن ساکھی
تمی ڈوپ کہو چھُ گاشے
آسہِ نٕے رامہٕ رامے

بٹہٕ پرٛژھ شرح پنڈِتس
کتہِ کیاہ پز کرُن
مُسلمان حُکمہٕ قاضی
شرح یی رامہٕ رامے

یمن کینژہٕ ھا دِتہٕ راضی
ژٕے گُن روزٕ نٕے
گیان کتہِ چھُے سُے
پیتہِ روٗزگار رامہٕ رامے

یُڈھ پرُن چھے پریشانٔی
نِشانٕے بے نِشانٕے

بوز مطلب نِشانٕے
بجھن نام رامہٕ رامے

کُس وۄت دَیہِ گرٛے
ژھوپہٕ وونا اتہِ چھُ میہ چھے

بروٗ نا پھٔنڈِ پھیرٛ ے
بجھن نام رامہٕ رامے

وار ژٕے پکھ تہٕ بوٗزِتھ
نٔشچے آنند تتہِ چھُ روٗزِتھ

ہر جایہِ سُے چھُ روٗزِتھ
بجھن نام رامہٕ رامے

سأرسے سُے چھُم منٛزٕے
اِد کیٛازِ روٗد سُہ منٛزٕے

نِرال گوٚنہٕ نہٕ منٛزٕے
بجھن نام رامہٕ رامے

شامہٕ رنٛگہِ جانا وارس
زان اپشر پرمیشر

ہوٗ آہوٗ چھِس پرَے
اَمی پأٹھی رامہٕ رامے

سُہ چھُ نہٕ سرُوگ نہٕ چھُ دروگے نہٕ تل نہٕ چھُ پیٹھٕے
نہٕ رٹُن نہٕ زِترٛ اوُن
بجھن نام رامہٕ رامے

کِتاب ترٛ او لفٕظ رٹُن
گو مأری فتھ سُے رٹُن

لفٕظ ترٛ او مانے رٹُن
بجھن نام رامہٕ رامے

پٔنڈت گو مشأ لچی    بیٚپس گاش پانس دوگوش
واکھ ؤنتھ گوٚو کویی    سور پۆز رامہٕ رامے

چھچہِ بأ گرأنی    چھچہِ ناو کھیوٚنی
پٔنڈتس ونہٕ نُے    پانٕے حال رامہٕ رامے

ساکھِی کول گوچر    مانے بیٚپس کینْہہ نہ پانَس
تتہِ مزدوٗری چھُس    کھوٚن چھوٚن رامہٕ رامے

کلہٕ یوٚگ پٔنڈِتھ    پٔرتھے موٗڈ گرٛھن
توَے پیٚتہِ تھووٗکھ بیٚا کھا    ؤنتھے رامہٕ رامے

کرسَنا راہ طعام دادٕن    کارِ وازِ نان پرٛان
کرامات فقیرو شرٛوک    است نشچے رامہٕ رامے

جأہلس نِشہِ ژھوپے    عالمس رٕچھی زِ اَدب
رِندس نِشہِ صوحبت    گٔری زبم رامہٕ رامے

شُرس محبت    مورِشدس خدمتھ
نصیحت اُستادٕ ے    پاٗلن جان رامہٕ رامے

قاضی راضی شریعتس
نہَ زِ کینٛہہ چھے نہَ زرٛ وشوت
پیٛیہِ طرقتس تس نہٕ بدے
طریقت رامہٕ رامے

گوَ شریعت شرارتھ
سوے وتھ مأری فتھے
طریقت سَت وتھے
مُوکھتی رامہٕ رامے

بِنا شبدٕ بوٗ زتھے دپےَ
بِنا بب دِیہِ نہٕ ببَ
بِنا روب لبہٕ نہَ روب
بجھن نام رامہٕ رامے

نظر پٔنڈتس برٛہمنس
ترٛین وِنی سنگ یہُے
رازس سُور گسے
دارٕ وُنے رامہٕ رامے

گوَ دِیہِ رشک ڈ وپُن
یہِ بوٗ زِتھ وُچھم
چھُم ساکھِی نبتھ بھگوان
نشچے گوم رامہٕ رامے

ظایفا میماساہ
بوٗ ڈ اچوک ناہی
سرکردٕ کرمہٕ کانٛڈی
ژھورُکھ یکجا رامہٕ رامے

تھومُت پٔنڈتو شاسترٕے
وَنن چھُم اُپنشدھ
برائے دستاویز
گوٗن پُرکھس رامہٕ رامے

ریشنٮ۪ اَسی خبر
بھوٚنٛ سمیٚس نمسکار
شاستر تھووُک وٲنتھ
وقت سٕے رامہٕ رامے

گو اگیان کال مَنم
یَس نہٕ کینٛہہ کیاہ سُہ کھیٚس
نبستی اُف کینٛہہ نہٕ کُنے
نِیَس کیاہ رامہٕ رامے

خوداۓ گو خوداۓ
اصلس کُن گژھے
روٚٹ بنٛدھو بنٛدھ پٔژھے
بجھن نام رامہٕ رامے

گٔیہِ پٔنٛنۍ لٔر یہَے مورُے
زان گٔیہِ عانہِ سورُے
رٹ آتم روٗز دورُے
بجھن نام رامہٕ رامے

نَرِ لوٚسم لوٚکہٕ ہٕنٛزِ
پَنٛنۍ لٔر باڈٕرٕنۍ
لٔرِ باڈرن
صاف دِل رامہٕ رامے

لَرِ چانہٕ ستی چھُم استادٕ
نو نو چھُکھ لدن
روٗزہاس نےٚ چھےٚ پوٚن
بجھن نام رامہٕ رامے

چھُکھ لدن پانٕے ژٕے لُرن
تِتھے نو بہٕ نو چھُم بدن
لورٕنے بیٚیہِ لدن
بجھن نام رامہٕ رامے

اوس ستہٕ یوٗگ گور بھاوَے
پڑیوزن باپتھ یوٗن گرِتھن
کلہٕ یوٗگ ٹاو ٹاوَے
یوٗگے رامہٕ رامے

پڑیوزن ییٚلہِ دڑاوُے
ساکھِی چھِے وُچھ تہٕ کاوَے
لتس تہٕ لتس کیٚاہ چھِ کامے
بجھن نام رامہٕ رامے

پڑیوزن باپتھے
کھبتھ چیتھ کوٗس کامے
کاوٗ نِشہِ چھُم گرتھن
لتس ستیٚ رامہٕ رامے

ییٚلہِ بوچھِ لٔج ہیٚیہِ گوٗوے
دڑاس پڑیوزن کوٗس سیوٗا
پڑیوزن دود چٔنے
کرِسے رامہٕ رامے

ڈوکھ أگنہٕ روٗپ گو کال
کُس کال سُے آب
کالک کال گو آب
بجھن نام رامہٕ رامے

کرِ سأرنے گرٛاس کالے
جواب اوٗتر کرتہٕ حال
کالس کُس چھُ کالے
کرزے رامہٕ رامے

یوٗ ہے گوٗن چھُ کلہٕ یوٗگس
رُت ییہِ پھل چھُ دِون
سرُوگ أستھ گو دروگے
رُتۍ رامہٕ رامے

کورُم کیشو کیشوا  وۄنِے ژےٚ شیۄ ے
ترَفت آنند چۄن موٚ ے  بجھن نام رامہٕ رامے

آکھ کتہِ کۄت ژ ے چھے گرِ ھُن  روزن کتہٕ چھ ہم
اندر آکاش چھُکھ مازٕمین  بجھن نام رامہٕ رامے

مِسل ہاوَے کیاہ بہ ہاوے  پرٛ مہٕ شیَن چھُس آسن
نہَ چھُم کُن یُن گرِ ھُن  بجھن نام رامہٕ رامے

چھُس الف الاہی رُست مُحیط  دُنیا چھُے بہانے
حق ہۄ گن آسن  تِتھے پاٹھی رامہٕ رامے

بجھن گوشرٛن گرِ ھُن  اندر دِلسے پانےٕ اَژُن
گَو پالُن گورِ وژُن  بجھن نام رامہٕ رامے

وُچھتہٕ شریر خام، پۄختہٕ سُے  ہۄزُم پرٛتھ جاےٕ سُہ سُے
پۄختہٕ کارَس ژلہِ دُوِیی  بجھن نام رامہٕ رامے

نیٚتہِ نیٚتہِ اوس پیٚتی  دَمہ دَمہٕ اوس میلن
گری زِ نابڈ بڈٕ ے  لۄکھ گیلن رامہٕ رامے

یہِ ہے تھومُت گرٕ تھے
پیٚتہٕ پتہٕ گو اکھ قدم

ٹھہرتم تتھ پتے
بجھن نام رامہٕ رامے

نتہٕ زَن تہٕ پڑالبدھ
یُتھ وُچھس تیوٚتھ سُہ وُچھے

یہ میٚون آسبم تی میٚہ واتبم
بجھن نام رامہٕ رامے

بنٔدھس تعریف بنٔدٕ گی
دِلس دیوٚ ژلہِ کھے

کاما کرِ سورِ سُۓ
بجھن نام رامہٕ رامے

شرپر زان کرٕ ناوے
یہ یور گوس توٚرٕ سوے ناوے

اورٕ یور ناوٕ ناوے
بجھن نام رامہٕ رامے

نتہٕ یُتھ کیاہ گرژھِ پرُن
اَدِ ناو چھُے مرُن

گو دَیہ دَیہ دِل سورُن
بجھن نام رامہٕ رامے

ترٛیہ قدمہٕ رٹھ اکھاہ
گو دُنیا بے وفا

تتھ کُنٕزِ یِی چھُے نفع
بجھن نام رامہٕ رامے

مَن مارُن ہر گارُن
ژلہِ دُوِیی یورسُہ یی

پڑارُن تتہٕ ژیٚے چھُے
بجھن نام رامہٕ رامے

پٔزی پأٹھی چھُس بہٕ بنٛد ھے    خود آو حلقِ اللّٰہ
وأنی شٔنی لۆگ تس ناو    بجھن نام رامہٕ رامے

کھنٛڈٕ بھَون، مٔژ بھَون    ترٛلۆک بھوَنٕے
کُنٕے بھَونٕے گونۆئے    بجھن نام رامہٕ رامے

کأنٛسہِ پٔنٕنی زان تہٕ احوال    أکرسٕے زٕچھِ وُچھن
توَے لبن ناو زان پہچھان    بجھن نام رامہٕ رامے

موٗرُے مرن زانُن کیٛاہ    یُتھُے پی یَس وأنی
دپن اتھ کیٛاہ ژکھٕے    بجھن نام رامہٕ رامے

زہنٕہ ژٕ وسُتے ڈٕوپ ناسُے    زاوَے ڈٕوپُس ناوَے
وُچھ تہٕ ناو اتہِ داوا    اتھ جایہِ رامہٕ رامے

رامہٕ ناوَس گٔر زِلوٹھٕے    تتھ ناو کینٛہہ تہِ انتھٕے
بیٛا کھ رٹہِ گُس ناوَے    سنتھٕے رامہٕ رامے

نَہ رٹُن نَہ زِ ترٛاوُن    اَز ذپاسُے سُے
ساکھِی گاش بیٛا کھ چھُیا    بجھن نام رامہٕ رامے

نێتہِ نێتہِ اوس پێتھے
اوِر یور ناو سو وتھے

وونی کوس چھَم میٚہ گتھے
بجھن نام رامہٕ رامے

ڈٕہ گرٕ ھِ دوِیہِ گرٕ ھِ نِش گرٕ ھِ
پننہِ یَرٕ ھِ پانَس گرٕ ھ

یِہَے ہردوار برٕہمس گرٕ ھ
بجھن نام رامہٕ رامے

اوس ستہٕ یوٗگ زٕ رے چھے
اوس تی یی سُے چھے

آو کلہٕ یوٗگ آب تی چھے
بجھن نام رامہٕ رامے

پرٕ اُنی زگ ازچھ نوٕ ے
ساکھِی چھَم وأنی

نوٕ ے زگ گرٕ ھِ پرٕ آنی
بجُھن نام رامہٕ رامے

پرٕ اُنی چھَم وأنی
تی وَنَن چھَم بھوأنی

سوٕ ے چھَم نٔو وأنی
بجھن نام رامہٕ رامے

اوِر سُے یورِ سُے
کتھ دیہٕ چھُس بہٕ سُے

یانٕے باسن سُے سُے
بجھن نام رامہٕ رامے

دیہٕ گوہم سُے
اوَے نہٕ سُہ نہٕ ناو بے

گرٕ ھ ناگوناہ گارٕ ے
بجھن نام رامہٕ رامے

نٔتھ پرٕنے کیٛاہ چھُ بارَے     بوٗلن وول پانہٕ یارَے
تَس گرٛھِتھ کُس چھُ تارَے     بجھن نام رامہٕ رامے

گَو بٔند آسہِ گرٛھِ خلاص     گَو خلاص نہَ زِ بٔندے
تَس تُرٛیا آنٔندے     بجھن نام رامہٕ رامے

پرٛجا پتھ چھُم وَنَن     ہرچہِ ہست زگ یہِ اُوم
ہرچہِ نیست گو یہِ اوم     بجھن نام رامہٕ رامے

سیگانہِ بَر تر است     اوم برٛہم زان سۆرۆپ
اوم برٛہم آتمے     آرۆپ رامہٕ رامے

چہار پاد ژیتن است     چہار پاد چھِم اومس
مانے ژھاراتھ اومس     بجھن نام رامہٕ رامے

اکرٛتا گو ژیتن     کرٛتا گو اُوم
ورزتھ گۆن زان سۆمے     بجھن نام رامہٕ رامے

یورُکس آوکٕمی سوزُے     کُس چھے کتھٕ کران
دیِی سۆزُے دَیِی آوے     پانے رامہٕ رامے

چھُنہٕ رۆستُے ژٕبتھ وَنن
کُن ستَس گرڈھ
پرٛھے پانٕے اَنن
وقت وَنن رامہٕ رامے

کتہٕ چھُکھ گاشرٕے
بہٕ پرٕناہرٕ ہرٕے
مێانے اپشرٕے
بجھن نام رامہٕ رامے

مێہٕ پانٕسے پانے باسوٚم
خبر کُس اوس موصوٚم
یارگارسُے مێہٕ اوسُم
بجھن نام رامہٕ رامے

لگیوٚ پادَنٕے
کرٕنی سپوا گرڈھِ سادنٕے
چاٰنی چھُم لادنٕے
بجھن نام رامہٕ رامے

دیکھے وُچھ سُے
تتہِ ناو کێنٛہہ چھُے
اَدٕ پتہٕ یی چھُے
بجھن نام رامہٕ رامے

پێتہِ پادشاہ بۆزُم گرے
ہرٕ ہرٕ کُس بہٕ کرے
تتھ کُن رۆدنہٕ خیروخبرے
بجھن نام رامہٕ رامے

گوسمسارسا گرے
وُچھ ہرٕنے دارِ برَے
تحقیق کرتہٕ ترٕے
بجھن نام رامہٕ رامے

ناوسُے میٚہ کارَے
سُے چھُم میٚہ تارے
وُچھُم ژوپأری میٚہ یارَے
بجھن نام رامہٕ رامے

یَنہٕ سہٕ دَم بوٗزمیٚہ پانے
تنہٕ ستیٚ چھُم میٚہ ہَم دَم
تتہٕ ٹھُہٕر ناو کینٛہہ غم
بجھن نام رامہٕ رامے

ژوٗر پھیرِ چھےَ متس
اورِ یور ناوبہٕ وٕھس
سہٕ زأوِیُل اوٗٹ نیرِیتھ گرٛٹس بجھن نام رامہٕ رامے

مسا چیتھ پرٛمہٕ رسا
رنٛگا رنٛگ تماشا
وُچھن کُس پانہٕ بادشاہ
بجھن نام رامہٕ رامے

کرٕم گوشیرِ خامٕ
جگرات زان تتہٕ یوٗگے
سادٕ سنگ عانہِ تھٕنز
مُشکٕے رامہٕ رامے

گیٖان گو روغن
وِگیٖان گو مُشک
چھُم بُری تھےٕ پانٕے عشق
بجھن نام رامہٕ رامے

دُنیا بے وفا
گُرزِ دَیہٕ ہتٕز سیوٗ تھا
ماتا سُے چھُے پِتا
بجھن نام رامہٕ رامے

دمہٕ کُسرے بۆز نبرنے
دٕمے گو صِفات

دٕمے گو عانہٕ زاتھے
گو صِفات رامہٕ رامے

گوٗن ہیتھ ڈوٗپ سُہ صِفات
یہے پٔرٛھ مُریادٕے

اتیت دٕم زانٕے ذاتھے
بجھن نام رامہٕ رامے

اگوٗرے گو موٗلٕے
اگوٗر گو گوٗرٕ رٛوسُے

اگوٗرے انہٕ بھٔوے
خود بہ خود رامہٕ رامے

ییٚمی کوٚر سرٕ سُہ اَنٛدر
کانٛہہ تہٕ ناوزٲنی زٔن ووٚپر

لس نبرٔم ناو چھِ خبر
بجھن نام رامہٕ رامے

یۆت تانٛ ذِکرِ توٚت تانی فِکرِے
نہٕ ذِکرِے تہٕ نہٕ فِکرِے

یۆت تانٛ فِکرِے توٚت تانٛ ذِکر
ترِٛیا رامہٕ رامے

دُنیا گو موردا
گوٗرٕ مُت ژٕے چھی گارن

موردس سگ چھِ لارن
بجھن نام رامہٕ رامے

ۋوٗنُن گوم فائضِلٕے
آسُن گرٛھِ نیٚشہِ بودے

ژھوپہ کرتہٕ خودے
بجھن نام رامہٕ رامے

راز دِلکِن چھُم پکُن
نہٕ زِتم نہٕ زِتھکُن
پتہٕ تس نِش رُکن
بجھن نام رامہٕ رامے

ہٹھ مَن کہِ راج تہٕ کتھے
راز مطلب گیان چھِ کتھے
پُڑھ پتہٕ وتھ، پتہٕ وتھے
بجھن نام رامہٕ رامے

کرٕم گو زیوِ درشٹی
گیان گو دیہٕ درشٹی
پَڑھ سرٛ یشٹھ تہٕ سرٛ شٹے
بجھن نام رامہٕ رامے

اَز یوٗگ مولہٕ دز وگے
تتھ پَرٛس نا آتمہٕ بوٗگے
یوٗگ کرِ تتھ روگے
بجھن نام رامہٕ رامے

عُمر گرٛڑھ ترٛہ ہتھ تہٕ پاٗنژ (305) پرٛ مان ستہٕ یوٗگے
توتہِ کال درشٹھ
کیاہ سوٗ دے رامہٕ رامے

سار کرمہٕ یوٗگ شاستر تَن
راز یوٗگ منظوٗ رِمَن
پرٛ کٹ گُن بیوٗن بیوٗن زَن
بجھن نام رامہٕ رامے

یوٗگہٕ وتہِ رٹھ تہٕ پڑانے
راز یوٗگ رٹھ تہٕ زانے
زان گیہٕ ویمانے
بجھن نام رامہٕ رامے

نٕر کھوتہٕ سُے چھُ نیروے
صبح سُہ پھولہٕ نوٗرے
دوٗر کھوتہٕ سُے چھُے دوٗرے
آشچریہِ رامہٕ رامے

دَم بدم گوٗ ہمس
حق ناحق بوٗز کُنۓ
یانے خود بہ خودے
بجھن نام رامہٕ رامے

اکھ گو جیٹی مارگ
آسن تھاور یا زنگم
بیٚا کھ گو بنگم
بجھن نام رامہٕ رامے

دپن یوٗگس چھِہ ز پکھے
تِم کم سَنا گیہِ زٕ پکھے
پکھِ زٕ وسُتے کتہِ وُپھے
بجھن نام رامہٕ رامے

کرم زٹھ زٕہن ژٕتھے
اَز پاکُن چھُم دروگے
دَم رٹنے زان یوٗگے
بجھن نام رامہٕ رامے

بنگم گیان رٹھ زأنی
ڈویہِ پکھِ وُپھ بنۓ
وِگیان بوٗ گنۓ
اَمی پاٹھی رامہٕ رامے

کرہٹھ پژان اَستہ اَستے
تورِ وٗہمہٕ ستی بیٚیہٕ پھیرِتھ
نو دوار بنٛد کرِتھ
بجھن نام رامہٕ رامے

اقسام بٔوٚل — توَے متھ گیہِ بٔیوٚن بٔیوٚنۍ
تِتھے پڑکٔرڑ دِتۍ ڈونۍ — بجھن نام رامہٕ رامے

بُت رات گیہِ زٔمین — اتھ چھِ اقسام
چوٚش (ترٚ وٚش) نوٚن کیٚنٛہہ چھُ مودرُے — بجھن نام رامہٕ رامے

گٔیہِ باٗنڈٕ ہِنٛدی پاٗتھر متھ — بٔسی تھے پانے چھُم ستھ
نِشانہٕ اکھ بٔیوٚن بٔیوٚن وتھ — بجھن نام رامہٕ رامے

شبدٕ برٛہم گو کُنۍ — کٔمۍ سَنا اوٕر ڈونۍ
اتھ ورن دڑایہِ بٔیوٚن بٔیوٚنۍ — بجھن نام رامہٕ رامے

مطلب کُنۍ متھ — لچھ ناو سُے سُے رٹھ
کیٚنٛہہ برٛ وٚنٹھ پکۍ کیٚنٛہہ پتھے — بجھن نام رامہٕ رامے

کُنۍ سُے چھے مُدعا — موج مذہب دڑایہِ جُدا
ژلہِ کاٗنسہِ دوٗیی لَس نِداہ — توٕر کُے رامہٕ رامے

سوٕتھے ماپزِ پکُن — سوتھ ناو واتہِ ژھُن
گرِ آدنے یار رٹُن — سوٚتھ سُے رامہٕ رامے

دَمن چھُم پانے کھارِ ے
یام تھۆو بیٚیہِ تِتھے

شیشتر تام گرشِ ھِ نارے
تِتھے اوس رامہٕ رامے

چھُم زنجن تخِتیار منٛد
وَنن چھُم مائلی خاوند

مو چھِ واو کُمی کوٚر بنٛد
بجھن نام رامہٕ رامے

گیان چھُے صِفتھ ست سنگ
یوٚگ چھُے تتہِ خاٗرِج

نفس گالنَس ناوٕ لی
بجھن نام رامہٕ رامے

شبد پڑی پاٹھی گو میٚہ کنَن
ونٕنے یار چھُ نَنَن

زگت گورکس چھِ ونَن
بجھن نام رامہٕ رامے

پانے چھُم شہنشاہے ہِنٛد
تھو راز یوٚگ جاری باد

کرتو تچ تتہِ وو پایے
بجھن نام رامہٕ رامے

کیٚنٛہہ ژتھسے لگی پانٛس
کیٚنٛہہ دھرمہٕ دھیانسے

کیٚنٛہہ کرم سادھنسے
بجھن نام رامہٕ رامے

چھُم پرٛشنٕے کرتہِ ووتر
غلہِ ارزاں بیٚول یکساں

چھُے سوروٗپ گُن بیٚون بیٚون کیاہ
بجھن نام رامہٕ رامے

چھُم اِلاہی ناوسو تھے
تِتھُے اوس چھُم تِتھُے
نہٕ کینٛہہ ژھوٚٹ نہٕ زِ وٚوٹُے
بجھن نام رامہٕ رامے

دوٚ پکھ سوتھِ سوتھِ وتہٕ پکُن
سوتھ مانے ون تہٕ کیٛاہ گو
سوتھ گو سُے سُیٖ
سہز وتھ رامہٕ رامے

گو از زپا سوتھ یہٕ سُم
اورٕ ے زَن تہٕ نیرن
پیرِ لوٗکس پرِ لوٗکس
سوتھ سُے رامہٕ رامے

سُے سُے چھُم ظاہِر
سُے سُے چھُم باطِن
سُے سُے چھُم منتر
سوتھ سُے رامہٕ رامے

ابھیٛاس کرتہٕ لییَ
دٕبوٚ مکرِس ژلہِ کھییَ
یہُے سُمہٕ سوتھ تھوٚ ویے
بجھن نام رامہٕ رامے

دُنیا چھُم تِتھُے
اٖصل تژ اوفراح ژوٹُے
ژیٚتن بھگوان ناوسو تھُے
بجھن نام رامہٕ رامے

لوٗک آلوٗک چھم وتھے
زانکھے اَژتہٕ پتےَ
پانٕے چھُس یہٕ سوتھُے
بجھن نام رامہٕ رامے

دَیہِ ناو سوتھ دوڑے
گُنۍ لچھِ منٛز زِنٛدٕ ے موٚڑُ ے
پرٕتھ تہٕ کاںٔسہِ کھوٚڑُ ے
سوٚتھ سُے رامہٕ رامے

شاہ تتھُے ؤوتھ تتھے بیٛوٚٹھُے
کِتھٕ پاٹھۍ ژھئین سوتھُے
تتھُے بیٛوٚٹھ تتھُے ؤ وتھے
بجھن نام رامہٕ رامے

اورٕ یور ناو چھُم سوم
کتہٕ روبہِ ناو اوسُم
بہٕ ناو سُے باسُم
سوٕتھ سُے رامہٕ رامے

دُِتن گُنۍ سُے سوتھاہ
سُے سوتھ باسم
سوتہِ سوتہِ کونہِ پکن
مانے بوٚزتہٕ رامہٕ رامے

سوتھِ سوتھِ گرٕھِ پکُن
کاںٔسہِ اِصل تژ وو فرحا روٚٹُے
گو سوٕ ہم سارِیہِ سوتھُے
سوٕتھ کُس رامہٕ رامے

ہوٚتہِ یوٚت ییٚتہِ ہوٚتُے
ناڈِ ببنٛد ییٚتہِ ؤ ونُے
سُہ گو نا گُنۍ
سوٕتھ سُے رامہٕ رامے

گو وأنی وید یہِ سوتھُے
نشچے وتہٕ پکے
شاستر تتہِ یِی وٚونُے
سوٕتھ سُے رامہٕ رامے

سۄتھ گۄ سۍ آسُن	نہٕ آسہٕ کھنٛڈ اکھنٛڈ
کھبتھ چیتھ اتہٕ پتہٕ روزگار	بھجن نام رامہٕ رامے

کرتہٕ زیوٗ اتھ کھورِ کرم	دِتہٕ کانٛسہٕ کینٛہہ چھے دڑم
جُدا سوتھ پۆز سورُن	بجھن نام رامہٕ رامے

چھیٚے شُرپر پۆز تہٕ پۆزٕ ے چھے	چھیٚے اپُز تہٕ اپزٕ ے
وٹھ اپزس ستیٚ پۆزے	سوتھ گُس رامہٕ رامے

ڈوپکھ بھگوان کرِ وکرم	شرپرُک رچھ تہٕ دڑم
خلقس ہان چھےٚ دڑم	توٕ پتہٕ رامہٕ رامے

پیٚیس خلق پاٹِ کرِنۍ	تھۄن زیوٗ کا کبھون اتہٕ دڑم
منہٕ کنۍ بھید کرُن	دڑم گُس رامہٕ رامے

کامہٕ لۆگ ناو کرم جُدا	پۆز سوتھ چھے دڑم
سُے زیوٗ اتھ کھورِ کرن	زان سوتھ رامہٕ رامے

اگۄرے انہٕ بھوے	گورے زان سُے چھُ ونن
کس گُن طائِبسے	رہس کبتھ رامہٕ رامے

شاہی شِوٕ شاسترے
شبدٕ برٛہم گو سوتھے

نِشانہٕ کینٛہہ رٛوٹے
بجھن نام رامہٕ رامے

زٕگتھے گیہ مہتا
کھنٛڈٕ رٛوٗستے سوتھ اوتُم

برٛہمہٕ سوتھ پوٗز یہِ ستم
بجھن نام رامہٕ رامے

اُوس اُوس کتہِ اوسے
وستار وول کُس باسوٕ

اَسُن سُے ہیٛوٗ ناسُے اوسے
بجھن نام رامہٕ رامے

شرٛیر کام لبہٕ نہٕ سوتھے
چھُکھ اگیان اتہِ کُنۍ

سوٗرُے للہِ پوٗتے
بجھن نام رامہٕ رامے

کھیوٗن چیون درٛمہٕ شرٛیر
ستی درٛمس اَدھرم

زِنٛدٕ رچھنے چھُم درٛم
ستھ کُس رامہٕ رامے

نفرٛ گو دوٗزٕ کھے
اَمہِ جُدا ازان ناوہرُن

دوٗزٕ کھے گرٛ ھِ پوٗرُن
بجھن نام رامہٕ رامے

دِیتن کدٕ لے سُے سوٗ ما
سُے سوتھ باسم

سوتھِ سوتھ گو یہِ پکُن
سُے سوتھ رامہٕ رامہٕ

سارِکُے آسہٕ طالب — شاہ گٔنٛز رِتھ کرُوکھ شُمار
اکہٕ وُہہٕ ساس شئیہ ہتھے 21600 — راتھ دوہہ رامہٕ رامے

پےٚ ہم ژٕتھ لیئے — سُمرنہٕ چانہِ دیئے
ژلہِ ہم کالہٕ بھیئے — زنمہٕ زنمہٕ رامہٕ رامے

گیاٚنچ لے ژٕ گٔری زِ ہے — وِگیاٚن تتھ ژٕ بٔرزیے
موہ سٕنٛدِ کوہنہ تٔرزیے — ووٹہٕ اکہِ رامہٕ رامے

شیٖن زَن چھُس بہٕ گلن — نٔونٔو دیٚہہ چھُ پھولن
کالہٕ بھے طوطِ کلن — بٔلہٕ وٕنی رامہٕ رامے

لتس کیاٚہ ویٚرِ وُنن — یمہٕ زٚون زیو پٔنُن
نارِ وِزِ کرٕ وٗر کھُنن — مورکھٕ بوز رامہٕ رامے

منہِ مَنٛز جاے کرِ ے — أچھن ہٕنٛدِ گاشرے
کریوٚ ژامرے — دٕپہٕ دٕپھٕ رامہٕ رامے

لارٕ ہے پتہٕ پتے — وُچھٕ ہا چانہِ وتے
ونہٕ ہاے سیٖرِ کتھے — بوزٕ وُنہٕ رامہٕ رامے

آوستہٕ یوٗگ نہٕ زِ راتھے
تیت ترٛیا چھےٚ ساکھی

نہٕ بیوٚن اوس دوہے
پرٛمہٕ شو رامہٕ رامے

نہٕ زِ وری نہٕ زِ رتھے
نہٕ ژٕندرم نہٕ زِ تارکھ

نہٕ پچھُ نہٕ زِ وارے
أگنے رامہٕ رامے

أندریمہٕ أگنہٕ نشہٕ
یہُے چھےٚ ترٛبن زگتن

اکھ تمبرا کڈٕنی نبرَ
روشنأیی رامہٕ رامے

توتہٕ کیاہ اتہٕ میٚہ بوٗزم
کرتہٕ اتھ ووتر پرٛشنس

راتھ دوہہ کوٚر میٚہ پرٛشُن
بجھن نام رامہٕ رامے

ادٕسہ پرٛکاش ژونگ اندر
کرٕن سیمرس پرٕچ ژھایے

ہِری یہٕ روٗدنبرَ
راتھے رامہٕ رامے

چھےٚ راتھ مرتہٕ لوٗکس
پتھ کُن چھنہٕ حساب

سیمر چھےٚ ژھایہٕ ہتے
راتھ دوہہ رامہٕ رامے

آدِ ہری ینَ چھنہٕ بوٗزمُت
وُچھتہٕ وید وکھنَن

راتھ دوہہ کتھ چھِ ونن
دیہٕ گتھ رامہٕ رامے

زاو کشپس نِشہِ بِری یہِ
وُچھ گاش، گاشہِ لۄکھ
تیز اٹھ ریم گونبر
خبر ونہ تم رامہٕ رامے

آتمہٕ سنگ وُچھن
زیٛو کیٛاز لیٖن گرٛھن
اَدِ کھسہِ شاہسن پٔن
کٔس کُن رامہٕ رامے

ڈٕویہِ اتھ ژٔری چھِ وزن
گرٛھِ اورٕ ییورٕ گاش نیرِم
شنکھے بیٛون چھنہٕ وزن
بجھن نام رامہٕ رامے

زیٛو سمیَس بڑ وٹھ دژاوُ ے
ییتہٕ ژٔندرم دژاو ژاوُ ے
گٔلِتھ سمیَس سِکھم ژاوُ ے
بجھن نام رامہٕ رامے

ییٚتہِ امرناتھ بڑ وٹھ دژاوُ ے
ییٚہِ سُے پۄٹ دژاوُ ے
گٔلِتھ تہِ سِکھم ژاوُ ے
چمتکار رامہٕ رامے

گرٛھُن یُن زیٛون تہٕ مرُن
اصل نا گرٛھِ مرُن
سُہ بھاوٕ ژے تھاو ہرُن
فرہا رامہٕ رامے

ییٚلہِ ژونگ زۄل یک جایے
ییٚلہِ گو سوتھ سوتھے
پۄتھے گو جماہ
ژھیوٚیو رامہٕ رامے

کھو وچہِ نیر سو نے
وٗس بنہِ شوٗبہِ وُنے

سون گاٗلن چھے منے
رمبہِ وُن رامہِ رامے

سمسارِ کرٕڈ زالے
کینٛہہ روٗ داند خوشحالے

کینژن وولٗن نالے
بحال رامہِ رامے

وشے ترٛ اوُن زاہرزن
دٕیس کٕر پان ارپن

یتھ کرٛوٗ ژھ ترٛ ووسرپن
ساتہِ ساتہِ رامہِ رامے

رٕپہ کٕنٛز ناو منٛش پیوٗم
کرٛوٗ ٹھ تی ژاٗلن پیوٗم

نفرٛژن گوم گٕدوم
زرٕ کوٚت رامہِ رامے

وبٛژارِ چ کرٛے گٕرزِیے
رِنٛدِ ے چھکھ زِنٛدِ مرزِیے

آتمچ تھبتھ برزِیے
زِنٛدِ زان رامہِ رامے

ستپا آیہِ بجی
اسرن لار لجی

آپدا دوٗر ژجی
دٕ تین تہِ رامہِ رامے

دُنیاہس یم زٕ موکل
ڈویم گو نیشہِ بوٗڈے

یٕس نشچے آتمہِ بودے
زاٗہرِ ے رامہِ رامے

ناوچھس خود بہ خودے
کتھ پتہٕ گرٕھِ بنٛدٕے
اتھ زانہِ مانے رِنٛدٕے
بوٗزِتھے رامہٕ رامے

یارس جاے چھِ پیٚتی
میٲنی جاے چھم تتی
پٔوز سرکرتہٕ کتھ اکے
بجھن نام رامہٕ رامے

اتھ دپتس کیاہ چھُ خطاہ
اومکار پانہٕ وَنَن
سۄہم چھا ہم سۄ
بجھن نام رامہٕ رامے

لۄکن کیاہ چھاوِ ٹاوٕ ے
کٔرِتھ کاوٕ کاوے کاوٕ ہتھ
چھُکھ اگیانَس پیٹھ پڑھے
تھوٕمژ رامہٕ رامے

ژٕ مُفتےٚ پاٮ۪دٕ کوٚرتھس
مُفتےٚ لوٚدُتھ تہٕ رۄزی
گُناہ مُفتےٚ گرٕھِ بخشُن
حرٕچ کیاہ رامہٕ رامے

پانے چھُکھ ونہٕ نے
پانے چھُکھ بۄزنے
چھُکھ پانے پیٚتہٕ رۄزنے
عکس خوش آمدید رامہٕ رامے

راوٕ رُن لۄکھ چھِ وتھے
لیلا چھِ بۄزتہٕ ستھے
ستھے کُنی کتھے
کرٕنی رامہٕ رامے

شاہ کھوٚت تہٕ ڈ وتھ زیٚو
مال اوس تَس ہرُن
کھوٚت ووتھ ناگو مرُن
دِیٚو وُن رامہٕ رامے

دپیا کھ پوٗنی شیطانَس
چھے آتما پاٗنی پانَس
کرِ تہٕ آدمس کُن سجدے
سجدٕ کُس رامہٕ رامے

لۄکوڈ وپ زٕ چھِ خودا
میٚہ ڈ وپ سُہ چھُ کُنے
اونگھ دُوِلی ئستی دوزُ کھے
خطا کُیت رامہٕ رامے

اڈٕ بن پوٚز پوٗنی لگہٕ نہٕ وُنن
کوٚر لۄکو سُہ تہِ زم
اپوٚز چھُنہٕ پھوٚرِ نے
یِہَے بوٗزتھے رامہٕ رامے

یَس نہٕ بگھتی کُس سُہ بوٚڈُے
مست خیالٕ گوسُے وٗنی تھے
اَدِ بوٚڈ چھُم تہٕ پانسے
آسہٕ وُن رامہٕ رامے

میٚہ ڈ وپ نہٕ زِ ہتھ رنگ
تس مناہ کیٚاہ کرِ تہٕ
سُہ وُنن وول بیٚا کھ کُس تانی
خود بہ خودس رامہٕ رامے

یار سوٗ آے مے کونہٕ رٕہن
ئلی کہِ چھے پانہٕ بوٗزن
بہٕ تس زٕ وس چھُس نہٕ روزن
چھا پتہٕ وقتہٕ رامہٕ رامے

زِندے وِشے ژِیتنا — اَدِ کروا مُرتھے
چھُکھ آتمہٕ بُری تھے — سرٕ کرتہٕ رامہٕ رامے

گرٕن ؤبنتھاہ تمُی یہِ جانے — آسُن چھُم دٕ ہہ گام
دیوی گام چھُم میٚہ عام — بجھن نام رامہٕ رامے

رامس ستہٕ کام آسے — لیکھنے پأٹھے
گو رام پژان کأم شریر — بجھن نام رامہٕ رامے

تیٚمی ژُون لتس چھُ ناوٕ ے — سدا آنندے
چھُے آنندٕ ے انٛدٕ وندٕ ے — کھنڈٕ ناو رامہٕ رامے

چھُم راز سنٛز راز کُماری — چھُس ستہٕ ستہٕ تظرِ وُچھن
پانے ہتھ ترٛن لٔوکن — ویٛا پتھے رامہٕ رامے

تس ازلے ناوٕ زے — ترٛے زگ چھُم ہیون
تَس گُن مَن ستہٕ پون — لوٚ گمُت رامہٕ رامے

توٚ رے دیپتم کمُی چھِ زٕ ناو — بہٕ تہٕ تھوٕ ہاتی ژبتس
گفتھ یژھا پیٚہ پژھا — مشہوٗرے رامہٕ رامے

ہتھ ہتھ جایہِ منٔے
جأگیر ڈٕہ گام دِتنم

ژٕ چیٹہٕ مو داما
بُجھن نام رامہٕ رامے

ییٚتہِ کھوتہٕ اتہِ چھُے نفا
تنہِ تنہا خوش ہوا

سُے رام چھُم دیوے
پڑٕیہِ وُن رامہٕ رامے

میٚہ سُے اوت مالہِ میراث
تتہٕ توٚر آلوٚکے

توٚتأنی خلق لوٚکھے
وکھنن رامہٕ رامے

اَوِے پیوم ییٚتہِ روزُن
بوٚزُم یا پانٕے وورُم

لتس سپوا ناو کینٛہہ بوٚزُم
بجھن نام رامہٕ رامے

گرٕھوو گام دیویے
اَدِ موحتہٕ ناو یمِوٕے

یاپھ ژلہِ شرٛانٕے
بجھن نام رامہٕ رامے

ڈٕہ گام دیوے تہِ
یار پانٕسے ژھاریوٕ

ناد گام پڑٛاریوٕ
بجھن نام رامہٕ رامے

شِو روٚد ہینہٕ ہینے
روٚد ناسہ تتھ منٛز ترِتھ

زأوِیُل زال وأہرِ تھےٕ
بجھن نام رامہٕ رامے

دیا نام پھمبھ تہٕ کپس
برٛہمہٕ گنڈ یٔنڈ رے گنڈ

سنتوتو کھ (سنتوش) گوٚ ستھر
گاہٕتڑے رامہٕ رامے

ءزِنڈِ تہٕ چھُم پتبرٕ نُے
پیٚتڑ لوٚک پیرِ لوٚک

موردِ تہٕ پتبرٕ نُے
توٚ ے دَپ رامہٕ رامے

پیتٕرُ ے گوٚ شرٕپر
پیترٕس تہِ چھُنہٕ تختیار

تختیار کیاہ چھُ أمِس
پانس اتھِ رامہٕ رامے

پیٚتہٕ شرٕپرس چھُنہٕ تختیار
توٚ ے روٚز کتھ یہِ سارٕ ے

پتبرٕس تہٕ چھُنہٕ تختیار
بجھن نام رامہٕ رامے

لوٚک مانے گوٚ شرٕپر
یہُے چھُم پتبرٕ نُے

پتبرٕ لوٚک چھِس دپن
پیٚتہٕ تتہِ رامہٕ رامے

گوٚ پتبرٕ گُس زِنڈِ پتبرٕ ے
یہَے بھنس کبھون گوٚ

یہَے لوٚک پتبرٕ لوٚ گے
پرٛژھ کرتہٕ رامہٕ رامے

زہٕو ے چھُم کبھو نٕے
جڈ شرٕپرس لگہِ سٕگے

زہٕوس زہٕو آپرٕ نے
قوت گوٚس رامہٕ رامے

بُڈھتے کیٚنٛہہ چھِ پۆژھِ ہٕنٛزے
پکھ دوٕ نوٕ ے أندی أند ے

کیٚنٛہہ چھےٚ یژھِ ہٕنٛزے
متھ بیٚوٗن رامہٕ رامے

دژٰایہِ پۆژھِ نش کرمہٕ یوٗگی
چاٗنی پژھِ پتہٕ گیٚہِ گیٛانی

چھیٚترے اسمے
بجھن نام رامہٕ رامے

پاٛنژھ موکھ گایترے
تیٚتھے شِوٕ شکھتی

اومکار پاٛنژھ دیوتا
کُنیٚ زان رامہٕ رامے

خاکھ سون باد سفید
آکاش وُچھ تہٕ سبز عیاں

آب موٚختہٕ لال أگن
بھجن نام رامہٕ رامے

برٛہما خاکھ سونے
رودُر لال گو أگن

ویشنو آکاش گو سبز
بجھن نام رامہٕ رامے

باد سفید گو شِوٕ ے
آب اَز ایشورٕ ے

موٚختہٕ آب پراشر
بجھن نام رامہٕ رامے

آب از ایشر است
زان اَز زیا

وَنن چھِم ویشنہِ پوران
سِلھم سُے رامہٕ رامے

نفرِ آمأری سنتے چھُے کھسوٚن    نِون مٔندین ٹھگ
یٖیتہِ للہِ تاٗنی زاٗلِتھ ژوٚنگ    بجھن نام رامہٕ رامے

بھأروَے کوٚر پرٛشن    سداشِوٕ بھأروَس
اوپدیش گُس چھُ پرٛ مان    ووٕتہٕے رامہٕ رامے

شِونےٕ کوٚر سُہ ۄوتر    نبرنےَ اوپدیش چھُے پرٛ مان
عمل زان دَے مان    بجھن نام رامہٕ رامے

عرآب جڈیہِ بدن    رَتھِ وول گو یہِ زہوے
حواس چھِس پکہٕ ناوان    رتھسہٕے رامہٕ رامے

گُرس گو رتھے    چوٚب گیٔہِ وُستہٕ خانے
پوست گیٔہِ غِلاف    بدنس رامہٕ رامے

گِرِکنیٔ گیہِ سدا    جاگرت زاو سوٚپُن
سوٚپن زاو سُشفتی    مرُن سُے رامہٕ رامے

وشِشٹھ گفُت یوٚگ نُما    گفُت پرٛاشر یُوگ چھُ وۄتم
شریر زان ناپایدار    بجھن نام رامہٕ رامے

گُلس کٹِس ییِلہِ سگ چھُ لگن ہیوٚر ہیوٚر چھُم کھسن
ژٕ متھے ییٚہِ وسن
مرن چھُم رامہٕ رامے

گو پیترٕ لوک ییرٕ لوٗ کی
ژھاے چھےٚ یِہُے
پیترٕ لوٗک دیٕو لوٗ کی
شرٛوک پانٕسے رامہٕ رامے

گو دیٕو لوٗک پرِ لوٗ کے
یِہُے گو گُنٕ لوٗ کے
پرِ لوٗک دیٕو لوٗ کے
زٕ ناو چھِم رامہٕ رامے

تِتھے پاٗٹھی عام کتھاہ
ژٕ ورلوٗک وَن تہٕ کتے
ییرِ لوٗک دیٕو لوٗ کے
کتہِ چھِم رامہٕ رامے

نشچے یہِ چھےٚ پوٚزٕ ے
شریرس پیترس
یم دوٕ نوٕ ے اپزٕ ے
ہشر آو رامہٕ رامے

تتہِ نفرٕ چ چھم کاما
کھون چھون چھاترٕ وومُت
سارنٕے خوش یِوان
پرٛیہِ وُن رامہٕ رامے

توَ ے چھُم کرَم پرَ دھان
عشق تہِ چھُکھ زیون
سارنٕے پرٛیہِ وُنے
راتھ دوٕ ہہ رامہٕ رامے

کڑے ڈ وپکھ کائے
مالؤم مَن رٹُن
مانے کیاہ من رٹُن
رٹۂ ہا رامۂ رامے

مَن رٹُن گیۂ بڈی کڑیے
اُٹھی ءِستی کرتۂ کڑیے
پونی وان سُے چھیے
بجھن نام رامۂ رامے

داناتۂ عام خام
ڈِ ہہ دوست ڈِ ہہ دُشمن
ونۂ نے چھِم سأڑے
کم تم رامۂ رامے



ناپاید ار گو شرٖیر
سِوایے یار چھُنہٕ تارَے

پاید ار گو یارٕ ے
بجھن نام رامہٕ رامے

شُرٖیر گَو ؤہم
کرتہٕ سیوٚا زان تہٕ بڑٛ ہمے

یِتہٕ ؤہم سُہ تہٕ ؤہم
بجھن نام رامہٕ رامے

زن فرضند گَو ؤہم
سمسار راج باطِل

گرٛہستھ گَو دوزُکھ
بجھن نام رامہٕ رامے

گٔیہِ یٔنڈرے دوٗہہ کرٛیے
تِم گٔیہِ ہِری یہِ دوٗہے

دوٗہے پہتٕرس چھِم کرن
پکہٕ نٕے رامہٕ رامے

دٔہہ گٔیہِ پتھ گُن
ہٕمہِ دوٗہہ ترٛن گُنٔے

کاہِم دوٗہہ مَن تہٕ گون
موٗل سُے رامہٕ رامے

ترٛ پینٛڈ گٔیہِ ترٛوگون
تِتھُے دِلہٕ کَتَھن ترٛین گُے

یِی اتھٕ ستیٚ میلہِ وتھٕے
گٔیان زان رامہٕ رامے

اول پأٹھی مٔیہ تہِ وُچھُم
نِشانٕے رٹھ گٔیان اُگے

ترٛ نوٕے اُسی سِد گُنٔے
اَمی پأٹھی رامہٕ رامے

# امرتھ وآنی







سوامی میرزٕ کاک (کاک جی)

Jandiyal printing press - 2553140